بجز اہل دلان گنجینہ مانوی ونن میانوی ظرفن ونہ وانوی

تحفہ کشمیریان

الحمدللہ والمنہ اندرین زمان سعادت نشان میمنت اقتران

کتاب ہذا موسوم بہ

# وَنہ وُن کشیری

بزبانِ کشمیری۔ حصّہ اول

مرتبہ:۔ محمدّ سیف الدّین مرحوم کشمیری

حسب فرمائش

غلام محمدّ نور محمدّ تاجران کتب مہاراج گنج بازار سرینگر

(شاخ، مائسمہ بازار۔ امیرا کدل سرینگر کشمیر)

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

# ونہ ون کشمیری حصہ اوّل

یا فتاح یاہو یاد آسو مئے
صدرہ کھونہ متر باگ کرلاہ چھو مئے
ترمون صدرس تار دیتو مئے
حضرت خدیجن توسہ کا تو مئے
حضرت صلیبنؑ تہ والو مئے
نپہ نپہ کرہ ون آفتابہ چھو مئے
موج دریا وس سینہ دار مو ئے
شالمار بٹس پچھ لیرلاز مئے
تنت اندر حضرت یوسف چھو مئے
ابلق گرٔ چون دگہ راٹو مئے
دژہ دار پونپرہ تہ کا رد مئے
مکہ مدینس سار کر مئے
ظرایف غانس تمنا چھم مئے

بورمہ رمہ چھس سوی للوان
تتھ پیو صراط المستقیم ناو
بورمہ رمہ چھس سوی للوان
کاتت کرمس کونوی نشان
بورمہ رمہ چھس سوی للوان
فوجہ فوجہ چھس موجہ دریا
بورمہ رمہ چھس سوی للوان
شیٹھ کوٹھ کرمس زونہ ڈبہ سان
بورمہ رمہ چھس سوی للوان
دوکہ دوکہ تختہ دور یوس ا
بورمہ رمہ چھس سوی للوان
کیاہ سنا حضرت ونہ بیہ نا
بورمہ رمہ چھس سوی للہ وان

## ونہ ون

حورہ درا بیہ ونہ وان لگھوی پاری
دونہ ون عالمن چھی سرداری
زنگہ زنگہ نزاق رود پار پاری
ہنگہ منگہ کرہ نا فرید اری
جبریلؑ تمنا کرچیر بہ داری
اسرافیلن تہ زین بر داری
عزرائیلن علمبر داری

یاری اہتس کاریزے
یاری اہتس کاریزے
کونگہ گتورہ پان ساریئے
یاری اہتس کاریزے
میکائیلؑ رکاب داریئے
یاری اہتس کاریزے
ھلم ردد دار داریئے

روز تم لله بور تم زاری
پخته کاره شوبی تخته عماری
تخت و تاج لولاک دتوبے باری
دوزخنه دروازه بند کرکھ ساری
رضوان تھاونے پیاله بار باری
مسجد اقصے انبیا ساری
ثه سوا شوبه کس بیه تاجداری
شاهی چانی آسه پائیداری
کلمن چانی کیت تاره تاری
گناهگارن چه امیدواری
حاصل چانه سیت برخورداری

یاری امتس کاریزے
سوخته کر چانه لوله ناریے
یاری امتس کاریزیے
جنتن موژه رک تاریے
یاری امتس کاریزیے
بهی کران ژی انتظاریئے
یاری امتس کاریزیے
تا یوم الدّین جاری یے
یاری امتس کاریزیے
طریقن نه یاد آوریے
یاری امتس کاریزیے

## ونه ون

موی چانو عنبر ته روی شوبه ولنوی
لوی چین گلاب خوی لوبه ولنوی
لٹه اکه گنه ٹمنزه دته درشونوی
ژهٹه کنه کاژه زوته لیس لگه گرانوی
شانه بڈ ذاتن بانه رتوزانوی
جبریل براق بیرت آنوی
معراج کرنے گرژه کھسانوی
فرشته کنه کر بیت مسکه وهترانوی
نور چو حور دهتو بیه ونه وانوی
سمته کره هوس چاکر پانوی
گوشن عرضاه کر صاحبه سانوی
روشن حال چهوی ونده سونی کرانوی
دورین گالونس کیاه جهوم لانوی

چانوی ونه کر تمناه دراو
چانوی ونه کر تمنا دراو
فنه ڈلیس والنجه سوکنه ناگراو
چانوی ونه کر تمنا دراو
ملکوته فلکو بردئے چاو
چانوی ونه کر تمنّا دراو
گرد نعلین تاج عرش تھاو
چانوی ونه کر تمنا دراو
معراج کرنے حضرتؐ دراو
چانوی ونه کر تمنا دراو
روشه وله پوشن ازچے کراو
چانوی ونه کر تمنا دراو
ژه دربلط نور رخسار مهاو

موره نار شعله ون ہمه لله والوی! — چانوی ونه کر تمنّا دراو
زارمیون یار رسول گرژھ یوزانوی — ہیدوار یله ظرافت آو
آرزوا سوم روی دچهان نوی — چانوی ونه کر تمنّا دراو

## ونه ون

شب و روز پره ہا د روده چانوی — سانوی یکھنا ونده ہوی کرانو
ربه سند معشوق چهوک شوٹه دنوی — سانوی یکھنا ونده ہوی کرانو
لوہک نازل ژی سیپا نوی — افلاک سار روی سیرگاه چانو
ملکه کرته ہے چاکر پا لمبے! — سانوی یکھنا ونده ہوی کرانو
وته چانه یه ہا د ته حد شانوی! — کته چهوک یار رسول وادیوزسانو
متہ نالیس یه یله چهوک چانوی — سانوی یکھنا ونده ہے کرانو
ژھه ژھ سان یم تمر مالن نانوی — ژھه والنجه پره د روده چانو
گرژھ تس راضی پیده کره والوی — سانوی یکھنا ونده ہوی کرانو
ہلیه پان چانوی شبنه خوته یالوی — دین چانو دنن منزنیه وانو!
کونه کن روی ہا وز ونه کاس گرانوی — سانوی یکھنا ونده ہی کرانو
زارمیون یار رسول ظرافیانوی — تعریف دمه دمه ہمه ونه دانو
نیای یله لگه تله پای کرزه سانوی — سانوی یکھنا ونده ہوی کرانو

## ونه ون

ئرنکه سرداره عجمکه راجه — شاه معراجه کر سانو پای
دونه ون عالمن ہند چهوک خواجه — شاه معراجه کر سانو پای!
ازلی علمکه بحر مواجه — ابدک اسرار ژی نبش درای
روی چون کرانگ زن کلمچه داجه — شاه معراجه کر سانو پای!
سارنی ہنین مہنده سرتاجه — ژی چهوک شرعک تخت آرای
روشن دین گو چانی راجه! — شاه معراجه کر سونو پای!
یمه شبه کرنا ونک معراجه! — فلکو کره ہے بوله مته لای!
ملکو نورچه مشعله ژاجه — شاه معراجه کر سانو پای

نور ظہور کہ ہور ونّاجہ
شبہ اکہ موکھا و روزن کاجہ
لولہ بُشنا نکہ خاصہ دلّاجہ
ہول دل بوزت گرثھ اخراجہ
زنژھ ہای گتہ آسہ ہالس نہ ماجہ
چھونہ سک نفس دنہ اسہ واجہ
سرہ سانہ شیطان وتہ اسہ ڈاجہ
پرہ ژھن گیمت پژ علاجہ
رہ راست ترادت ہیجہ وتہ ژاجہ
دکہ موتہ دیتہ ادہ گرثھ تاراجہ
ہولہ گل ساری سرتا پا ی
لیہ سمسار چہ کمہ درژہ ژاجہ
بیہ وتہ غوطہ اسہ رحمتچہ تراجہ
تتہ آسہ بت راژ زن ترکرای
یارسول مقبول چھوی محتاجہ
دمہ دمہ کمکوی چھوس احتیاجہ

اسہ کاس غفلت تہ گٹہ ہنز ژہای
شاہ معراجہ کرسا نو پای
قول چانو پزپاٹھ فرحت زنای
شاہ معراجہ کرسا نو پای
یژھ چھی امتس شفقت تیہ مای
شاہ معراجہ کرسا نو پای
برہ چلنہ رستوی گتہ سان جای
شاہ معراجہ کر سان پای
کونہ لگنہ تہ دن ژی کن آ ی
لولہ نار ن چان اسہ دالنجہ زاجہ
اشہ کنہ جاری چھ خوانچہ پاجہ
کھیہ گے دل پیہ گنیج ہا ی!
تتہ کیا دکرہ عرصا نچہ ہاجہ
کھٹو سون گرکہ دنہ ہمیہ منز کھاجہ
تتہ پای کرتس ییتہ لگہ نیای
شاہ معراجہ کرسو پا ی۔

## ونہ ون

نورگ گاہ پیو سنگرن بالن
کونہ چھوک پیر براق والن
فرشس وتھروس نورہ سنگالن
رضوان نس دپ مے کتہ پالن
صلوات لدتس یارن تہ آلن
محبوب پنہ نوی از لویکھالن
مشغول روزن صلواتس
ژھٹ کرٹ نورکن شملن نہ شالن

دلپو لایزالن جبریلس[۴]
دلپو لایزالن جبریلس[۴]
حورن دلپو سورہ پر نمرتس
دلپو لایزالن جبریلس!
ملکن ملکن ہتکوی رتس[۳]
طاؤس قدسن از دلپو چالن
برم دلو عاشقن ام خط وخالن
رٹ تس شاہس ہیٹ شالس

| | | |
|---|---|---|
| ملکن تہ فلکن ازدپ چالن ! | | دلبو لایزالن جبر یلس ۴ |
| جن وانسان پے میلن تہ قالن | | ازشاہ لولاک گرشہ سالس ۳ |
| سی شیچھ بوزشاہ تلپالن | | دلبو لایزالن جبر یلس ۴ |
| ٹھنڈی ذوقک نالی نالن ! | | شوقک ہاوس وتہ سالس |
| عرفان چاون کاجس تہ کالس | | دلبو لایزالن جبر یلس ۴ |

## وَنہٕ وُن

| | | |
|---|---|---|
| نورک پرتو پیو آسمانی | | اسہ بوزشاہ جیلانی آو |
| ناوس کرہوس نکلہ قربانی | | اسہ بوزشاہ جیلانی آو |
| تکہ محیٔ الدینہ گوگ دپانی | | شیخن تہ ولین اقرار آو |
| غوث الاعظم قطب ربانی | | اسہ بوزشاہ جیلانی آو |
| تامت آسوک ژی روحانی | | نوحس طوفانہ موکلیہ ناو |
| ملکن تمنا چان دربانی | // | مرتبہ دتونے حق سبحانی |
| سیرس تہ غالب سپنی گاو | | زِٹھہ تہ سردار چھوک ژی پیرانی // |
| بجہ مبتدینہ دالوگ ایرانی | | صدرس منز باگ بڈلس ناو |
| بہہ دہر لب تم بیہ زندگانی | // | دیدار آفتابہ خوتہ نورانی |
| فیضک دریا ژی ننشہ دراو | | زوون ژی نش فیض جیلانی // |
| بدچھوک سارن پٹ خاصانی | | ژی نش چشمہ عرفان دراو |
| تصرف چانو چھوی پٹ دیوانی | // | نفس پہہ شیطان تہ درحیرانی |
| بینہ چانو ظاہر سپنزی ناو | | طالمن چانہ بیت گیہ ویرانی // |
| پادشاہ ساری محتاج چانی | | کینسہ کو ژی ننشہ ناو |
| درگاہ چانہ چھی خاک ڈووانی | // | شوبہ وُن جای چھی بغداد چانی |
| طالبن قبلہ تابانی آو | | گرشت کرہ ہوی نکلہ قربانی // |
| مریدن سارن چھہ امید چانی | | پیالہ مے عرفانک چاو |
| رنہا ہس عیاہس ژی رچھانی | | اسہ بوزشاہ جیلانی آو |
| کیاہ لکہ کرت بو اوصاف چانی | | ژالنہ زرہ آفتابک تاو |

بس ناناوچانو وردزباتی — اسہ دلوشاہ جیلانی آو
سرکارچانو چھوی غیراامانی — پز پاٹ پیر عبد اللہ آو
دادس میابس کرتہ دربانی — اسہ بوزشاہ جیلانی آو

## ونہ دن

سیر بلہ میلی سیرس اندرو — گندرو صورت بندری چھی!
پیرگار سیرس ژانی اندرو — گندرو صورت بندری چھوی
کھسہ وُنہ پورہ ونہ ڈلیشک چندرو — ونہ یلہ ییہ یومنہ کاسس وی
اسہ دُن تابان آلبس اندرو — گندرو صورت بندری چھوی
ژھل کرتہ معلوم فیری جندرو — کل کرتہ نیران ہُرکتہ چھوی
چل کرتہ شب و روز شاہس اندرو // تر پرت لیہ دارہ تاوتن اندرو
شوپرت منز باگ منسی چھوی — شوپرت پان زوز پانس اندرو //
ذکرہ ہندہ یونہ گنڈی فری ییذرو — فکرہ ہندہ گردشہ نیرہ تلبنوی
زہک اتھہ تھاو ژکری اندرو // زان تل سپنی پان ژی مندرو
کان ادہ نیری جان سون چھوی — فان یلہ سپنک آبنس اندرو //
کوٹھ میوٹھ ژلیو ڈکہ سندرو — توراہ ڈلیشک دور کر دوی
ژور چھوی طمع نفس اندرو // دنیاہ چھوزاڈہ تہ گاڈہ ہندمندرو
ہوشکس بانفس نولیاہ پچھے — دمہ سیت فولہ ناہپوش اندرو //
پانچورن گت مارموکر نندرو — سیر حق ہادن پیر موکھ ژی
صورت ژھتن صورژ اندرو // عشقہ منقلہ نار وارہ پاٹ سندرو
بندہ لاگ زندہ پانہ کر تفسی — اثبات ڈلیشک دیدن اندرو //
دنیاہ دوہ تارہ زانتن سہندرو — نی رتوکراوک لاری تی
منزرع الآخرۃ چھوی کتابہ اندرو — گندرو صورت بندری چھوی
طریقہ کیاہ دک کھتن ڈنڈرو — ہوکہ لی پیر ترادموکلی لے

لے کر ذکرے کھے کاس اندرو
گندرو صورت بندری چھوی

## وَنہ وُن

دور چھوم ماران دو رن گرائے
ژورِ دل نیو نم کیاہ چھو میون پائے
نازنین معشوق چھوم زیبائے
یاز کونہ ییہ ناساز گوم ضائے
باغس میانس منز ژاو ژھائے
زاگس بیتہ ٹھی یوریہ نائے ،،
زونہ گاشہ وچھہٕ ہس وارہ خط وہائے
صورتس کاہنہ چھونہ تس ہمائے
پورہ تس ڈیو ٹھم سامانہ سائے ،،
دیہ نے ساتھاہ کرانہ نیرہ بال
لشہ نارہ زاجنس عشقنہ کرائے
کشہ تیر لایونم بے پروائے ،،
سنیس تہ دلسی وِلونم نال
زارہ پارہ بوزنم بارِ خدائے
گندہِ کس "ظریف" اندہ مانیائے

مالئے وجنس ہیبہ مال
مالئے وجنس ہیبہ مال
راض دل وہیس وچھہٕ میون حال
مالئے وجنس ہیبہ مال
ناگس ڈونگنم تل پاتال
زونہ ڈیبہ ہیتی خلوت شائے
چونہ چھس زیبان سرتا پائے ،،
نور ژھٹہٕ باران گنڈہٕ منزہ لال
دیہ منے درشن ہی گژھ ہائے
نبہ نائتہ توریتہ چھس جائے ،،
لشہ نادادُ چھوم مالا مال
ونسہ دودہ ماج گنیم رائے
انتسی باور چھس شیدائے ،،
تار چھوم دورتہ کتو تولہ ژھال
مالئے وجنس ہیبہ مال

## وَنہ وُن

متہ مجنونہ گوتہ میانہ یارو
پختہ کارہ پرتھم تخیتہ سیپارو
ییتہ پاٹ شوبان زونہ سیتارو
نال چھوم جیل تہ کیاہ لگہ چارو
وال کن چھم تِ زال وانکہ پارو ،،
ژور پاٹ بارو ونہ نم پان
ژہ کھوتہ سوا گوک آوارو
مجنونہ وچھہ ہت بہہ دوہ نارو

ونتو لیل کتہ پارہ یو
منز باگ ژاٹن چھوک شوبان
ونتو لیل کتہ پارہ یو
مال ماجہ ژسکہ سیت کرلنس بند
سور گوم بدنس دور رکہ نارو
شور پانہ میانے ہاو کچارو ،،
مہ نتہ ہو ژہ سوا خارہ گوم
ونتہ لیل کتہ پارہ یو..

صورت بندر کہ سوداگار و
وٹھی رژہ تل دند فختہ ٹار و
گا جتھس آمہ تاوہ زا جتھس ٹارو
لا جتھس پاسن ہا نا بے نامدار و
بلہ کتہ عشقن چھوم آزار و
کلہ پان دند ہے بوز تم زار و
نتہ وچھتہ ہلتہ اکہ کیاہ چھوم نوار ہ
گمہ ہشرہ بمہ چانہ چندری تار و
رمہ اکہ دیدار ہا دتم یار و

فندہ اکہ ہیمو ہندہی جان
ونتو لیل کتہ پرارہ یو!!
وا جتھس مُولہ تولہ بارو ژی
ونتو لیل کتہ پرارہ یو
ژلہ ہا ژلہ لنس چھوم نو دار
وت چھمہٕ معلوم تورپتہ لارو //
متہ شرادتم ماہ رخسار و //
چھوم چون تمنا محمودس
ونتو لیل کتہ پرارہ یو

## ونہ ون

کس ونہ یارہ سنز چھم بیماری
روز نا ساتھاہ بوزنا زاری
آلیس نہ ونتم برنن تاری!
پالیس بیہ نا چھم لاچاری
کمان زخماہ لایو تم کاری
تیر اندازس لگہ ہا پاری!
سینس دنہ چھم لار ییئے
لشہ نارہ زالونس اشو چھوم جاری
ایوان کو نہ چھمہٕ چھم انتظاری
دو کھ نہ دا وچھتہ اختیاری ییئے
چانہ نہ میانہ یاگہ ئی تھاو باری
لانہ نش بیہ مال نادان ساری
لاگو پانہ وان یاری ییئے
رنگ چون فولہ دن گل اناری
ہنگن شو بنے جگہ طو ہاری!

طوطس میلہ ونہاریئے
طوطس میلہ ونہاریئے
درالیس نہ وفاداریئے
طوطس میلہ ونہاریئے
ہیچہ بمہ یارہ سنزہ ماریئے
کینہ گوس ونتم تیر داری //
شین زن گا تونس امہ تولہ ناری //
ریوان مہ ونیو تم ٹاریئے
سوختہ مہ کرنم ام پختہ کاری //
بیہ نا دیہ نا دادن داری //
ناگرالیس لدمہ بار ییئے
ہو کلی مے ترادکو کلی پاری //
کنا ہنہ چھوستہ دلیشان چانہ انہاری //
پرنگ چانہ چند نہ داریئے
طوطس میلہ ونہاری ییئے

## وندون

عشقن نارس کیاہ لگہ چارہ — سورگوم چانہ انا رو وے
حورہ چھوم مورہ نار زور آوارو — سورگوم چانہ امار و وے
برتل وایے عشقہ سیتا رو — نارہ چھم جگرچہ تار وے
عشقہ سیتا ریس تھاوگوش وارو — سورگوم چانہ امارو وے
بلنس سورگوم دورکہ نارو — ژورپاٹ ہاو دیدارو وے
بولہ بیمارن ژی چھوک دارو // ژھٹہ ہا پردہ تہ چھومنہ وارہ
راز ماگژھ آشکار ووے — بازہ یار ازک نیہ بازگارو //
جلوہ گر ڈیوٹھمک عشقہ بازارو — جنکے ہاو کاندارو وے
مارمند پھیر بدچھی خریدارو // مہہ کان لایو تھم ہای کماندارو
جگرس کرہاہو پارو وے — تیر مژگان چھی میر شکارو //
تازہ چھی نرگس چشمہ بیمارو — جادگر مرہم آزارو وے
تمہ شرہ ہرنو رٹ کوہسارو // کنہ بوز ژھاینہ سندزارو

ہاوتس روی انوارو وے
غمکس روز بس چھوس شب تارو //

## وندون

یارہ چھوم چانوی مارہ متو ئیے — دل گوم متو ہیے میلکنا
زار بوز نار چھوم للہ ون تتو ئیے — دل گوم متو ہیے میلکنا!
کنہ چھوک ہتہ بو لیہہ ہیتو ئیے — وتہ چانہ پکنوک چھوم تمنا
متہ نک تو کنہ ژی یک یتو ئیے — دل گوم متو ہیے میلکن
سونہ سند گرتہ گندپیرہ ژی کتو ئیے — سنہ گوم گونہ موکھ ہاو کھنا
کنہ بوزو ونہ ون کیاہ چھوی رتو ئیے // ژہ نہ مے پتہ وتہ کوی متر تو ئیے
ستہ ورشیہ دل ہت ژلو ہمنا — میانہ حقہ تی آسو لانہ لکمتو ئیے //
رو بہ تہ آتش چھوم تہمتو ئیے — ہہنہ منہ رہ چھم سرتا پا ئیے
ونہ کس سوانہ لیں نہ ڈکہ آسہ کھمتو ئیے — دل گوم متو ئیے میلکن

چانہ موکھ واڑس وچھہ کتو کتو یے
زانہ کیاہ بس نہ پیش آسہ آمتو یے
دردانہ بوزانہ بھتو کم دلتو یے
نرنارہ برتھم شرپان ستو یے
رمہ رمہ لاگت بے پردہ لیے
کلہ چانہ مقبول گو آوارہ کتو یے
بتیاب بیراب چھوی تہ لیشہ ھتو یے

گرانہ بال زرالس یا دچھوپتا
دل گوم متو ییے میلکنا
پرنار قد چھوی سیر درعنا
بمہ خنجرن چانن کرتم وتو یے //
مژہ تیر لایتم مہ اللہ لتو یئے //
بلہ چانہ دیدارہ فتنہ خنا ٥
دل گوم متو ئے میلکنا

## ونہ ون

دورہ چھی دورن دردانہ اللنی
شرپان چان چھم گیمشر کلتی
فول پوش باغس جوش دلہ ڈلنی
نارن شور وھتو آرن تہ کولنی
بکہ کس باغس گل بہ فہ لنی
غم غصہ ہاتھ تہ ژلہ بلبلنی //
مژہ تیر سد آمہ زہرآبدار
گلاب رولیس گمہ چھوی ڈلنی
کس وچھنس تاب وذہ ملنی //
چھی زلف مشکین سیاہ مار
ولنے آیس جادہ نکلے !!
ییر حصہ ولہ سانو گرتھ حل مشکلنی //
وسیہ نار متو نم اپنے حار
دمہ دمہ چانے غمہ چھس گلنے
یم داغ وصلکہ مرہمہ بلتی //
گر تیر کی سرہ سرہ پینی یار
مقبول کہ دانانہ رٹ کا ملنی

چھم کراو گلنے ہاو دیدار
چھم کراو گلنے ہاو دیدار
ہر جایہ سر تانہ آو سبزار
چھم کراو گلنی ہاو دیدار
تل بلہ میو نوی دلِ بیمار
ہیجر اولنس نمہ کمانہ چلنی !
لیانہ تھو مے دل کانہ فلنی //
شبنم ییتھ ڈلہ برگلنار
دل تازہ کرنم ام کا کلنسی
کتو ژلہ یم مار نالس ولنی //
زلفس چھو منہ کو نہ زنگہ دار
کیاہ کرہ کن تھاوتم ون ولنی //
لسہ کتہ تیلہ کرایہ منزلس تلنی //
نمہ پھٹہ تالہ نام ہتو نم نار
در پردہ ژرایاس دیو نم دلتی //
ادہ ناو لکھو سلے منزہ واصللنی //
دلناوتہ وچھہ من تن دلدار

ذنگت لعل پن اتھہ ڈونگلنی | چھم گراو گلنے ہاو دیدار

## ونہ ون

رایہ کمہ تجنس عشقی کرائے
ییہ نتہ ہیہ تن گتڑھہ ماضائے
تولہ منزرہ کرسے تولہ متہ لائے!
مصحف روپس پرسے آئے!
سالہ کمہ یا تالہ آدنا گرائے!
پیالہ برہ مسکی تہنزی رائے
ددرہ دل نیو کم کیاہ چھوپائے
وندہ چھوم زرتہ مندہ پیں بال
ہر موکھ ڈیوٹھم بے پروائے
ہیرہ حقوفی کرہ ہیر شائے

مائے وجنس سندر مال
مائے وجنس سندر مال
کرسئے رودشن دلکوی حال
مائے وجنس ہیہ مال!
زالہ کمہ وجنس ہیہ مال
مائے وجنس سندر مال
کندہ چھم تہرتہ اندہ کرنیائے
رندہ مینو کشن کرنس ضائے
سر منزرہ کرنس بے پروبال!
مائے وجنس سندر مال!

## ونہ ون

گراوہ میانہ کس ونہ تس دلدارس
دل چھوم نہ دیوان تن ہلہ زارس
ہلوگوم پرزور شورس تہ نارس
تاب ہا چھو منہ آب دن اشکوی ہارس
ڈوکہ سورگومت چھوم لوکہ چارس
ہکہ کتھہ کرنم دار نادارس
تن سورہ بر نوک چھوم ارمان
عشقہ نارہ دریاوہ کس دورتارس
غم کم ہمتس ہا چھو ہر کو نہ کارس
سنزرس منتر باگ لحر دخارس
ڈونگو تھف لای در شہوارس

لارس پتہ نتہ مارس پان!
لارس پتہ نتہ مارس پان!
دہہ میانہ دلکوی کھتو اسمان!
لارس پتہ نتہ مارس پان
لوکہ پامہ کنہ رنجہ چھم ایوان
منصورہ سندہ پاٹھ کھسہ نادارس
من لوزرہ پرہ پیس سرہ سوی یارس
سوی ترہ پیس کرہ کلہ قربان
لارس پتہ نتہ مارس پان
دردانہ صدفس منتر تا بان!
لارس پتہ نتہ مارس پان!

| | |
|---|---|
| بلبل مشتاق چھوی گلزارس | بالکل مشغول از دل و جان !! |
| مقبول امید وار دیدارس | لارس پتہ نتہ مارس پان ! |

## ونہ ون

| | |
|---|---|
| دیدہ چھی ملران سونہ کنہ دالی | سور گچھ ہائے پوشہ مالئے |
| قد چون آزاد ہمت عالی | خد چون بے مثال لئے |
| بدہ ؤتھ امہ حسنہ کم ابدالی | سور گچھ ہائے پوشہ مالئے |
| شوبان گوشن چھی دورہ فالی | لوبان دل چھوم بالی لو |
| خوبان عالم چھی پامالی | سور گچھ ہائے پوشہ مالئے |
| ختنی زلفن ژھتی دالی | کیتاہ دل آم زالی لو |
| خال چون ڈیشت نافہ گی خالی | سور گچھ ہائے پوشہ مالی لو |
| زال دانگہ دال کن کم سنبالی | سال وڈنہ نل چھی شالی لو |
| کمخواب زربفت شوبان نالی | سور گچھ ہائے پوشہ مالی لو |
| ناگیراین ہائے نہیہ مالی | بمبورن ہابنر زالی لو |
| مس پیالہ برسے مالا مالی | سور گچھ ہائے پوشہ مالی لو |
| کھال مالہ شوبنے بالی نالی | قندہ نابد چی ڈالی لو! |
| سالہ پتہ سوزسے زوسوالی | چشمہ چانے سحر بنگالی |
| خشمہ شرہ چھے گو پالی لو | کھشہ مے پادامہ ہمہ ہلالی |
| وٹھ چھی ژرہ فل دندمولا لی! | خندہ اکہ شہلاد بالی لو |
| فند دل نیوت ون بوزاد حالی | سور گچھ ہائے پوشہ مالی لو |

## دنہ ون

| | |
|---|---|
| دستور دنہ چھے ونگنے درائے | کستور دنہ مائے لو۔ |
| ونہ ولن دنہ وان ماران گرائے | کستور دنہ مائے لو۔ |
| رعناد لبرہ چانے رائے | زیبا پیرت آئے لو۔ |
| سنبرہ وُتھ پیران ژرنہ کیود رائے | کستور دنہ مائے لو۔ |
| ژرژرہ مولائی سبے پردائے | یم کان جگرس آئے لو۔ |

ولنہ دل آو زلفچہ گرائے
دُن یارہ دتوے جائے جائے
پیرژھ پرژھ لوژہس یا ریبہ نائے
سیہ می ہہیہ تنہ گیمو ہائے
لیہ بالہ بوژھم اوچھان ژھائے
کم کم زال ام عشقنہ کرائے
پاندانہ عاشق سوزان دائے

کستور ملنہ مائے لو
کسنہ ویگنہ ہرشائے لو
کستور ملنہ مائے لو
ییہ کر گیسو ضائے لو
کستو ملنہ مائے لو
دم ہت وِدہ سر وپائے لو
کستور ملنہ مائے لو

ونہ ون

لعشوق چانو چہوم معشوقہ میانے
ربو آسہ ژہ تہ مہ ازلہ لابنے
عشق دادُوی زلیخا زانے
پیدہ کونہ گرژھنا یوسفہ میانے //
ڈونگ تالہ لاین چانے سیت
شیخن کیاہ ون تس منہ ہا یانے
وَن ہون رچھی آسوم لانے //
داریس کھارک چانے سیت
گلہ چی قدری بلبل زانے
گلزار چھاو تومہرا زہ میانے //
نجدیس واژی چانے سیت
عشق دادوی محمود زانے
قربان چانوی سوی کونہ مانے

میلتو لعل مرجانے سیت
میلتو لعل مرجانے سیت
مصریس واژی چانے سیت
عشق دادُوی فرہاد زانے
کس نیہ پیغام شیرینہ میانے //
شیخی تزا وم چانے سیت
عشق دادُوی منصور زانے
لورک معنی سوی ہوزانے //
چمن قیران چانے سیت
عشق دادُوی لیلی ہوزانے
دیوانہ کرکھس مجنونہ میانے //
دُوہ دِن رادُس چانے سیت
میلتو لعل مرجانے سیت

ونہ ون

پوشن فل باغس توش تے بالی
بلبنز لہ سونہ سند جامہ ترادلی

ازبیہ لالہ سون سالئے
ازبیہ لالہ سون سالئے

عشقہ دلہ مشکہ تنہ جاو نالی
رُو پہ پسندِ مشرھ بند سونہ کنہ والی
مسہ چھوہ درایہ رسہ مسہ کالی
ناشہ دِت ماشہ آسہ ستہ ستالی
زوقہ مسن چاوِس شوقہ کلہ والی
گوشن رنگہ رنگہ پوشن چالی //
خالک نقط چھو نہ خالی ئے
دم دتو دنگلو عشقہ پاتالی
کینہ چھہ ترو تازہ تہ کینہ چھہ اوبالی //
رازہ ییہ رازہ پاتالئے

تختہ دشہ تختہ انز اسلئے
ازیہ لالہ سون ۳ سالئے
بالہ یار لولہ نارہ زاسلئے
ازییہ لالہ سون سالئے
تمہ لشہ لشہ گو حالئے
نال گی والس زلف کزالی
حالک پیالہ چیئت سینی حالی //
کھالک لعل مولالئے
آو حقانی تازہ سوالی //
تازہ دِیہ درشن تازہ ہیہ بالی //

## بجلی ونہ ون کشمیری

سالہ ییہ لالہ سون حال دبالے
بونیار نہ بجلی تارہ انہ ناوے
لینہ ہیت لینہ بو سوچہ مشرہ راوے
دردک پاور تہ ادہ یلو
ییتہ ییتہ فیوز ہ سڑہ تہ شیر ناوے
دشمنے زحمتہ کرہ زتہ تسں تراوے
لینہ ناہ خاصہ زنیادہ یلو
بنگال آتش بازہ زالہ ناوے
آسمان فانوس کیاہ وڈ ناوے
کمہ نعمتہ رنہ ناوہ یلو
چینی پایلن چھوہ چھرہ ناوے
میل ہیت چھوی تی آتیہ کھاوے
عمرہ احوال بادہ یلو
بازیہ رات دل ساری باوے

گوشن پوشن دتھرادہ یلو
ٹینس فارمی کھتادہ یلو
لولچہ تاو یلہ بولہ ناوے //
وتہ وتہ جرمن ییتہ گاش کھاوے //
حدہ رسولول باگرادہ یلو
چھت گر ہیت رود کنہ کنہ تھاوے //
ہیت لینہ پتہ نی دوردانہ تراوے //
رنگال پوشن خولہ رادہ یلو
دمہ چایہ سٹھ بو وآنناوے //
دمہ دمہ رتِ رتِ خوان پیراوکھ //
ایلہ تہ دار چین ترادہ یلو
برہ ازتھ مہرکی کھاس برناوے //
عمبرہ زی کرشن بوناوے //
نازنین تن ہیرادہ یلو

تازہ تازہ ونہ ون بو ونہ ناوے | گوشن پوش وتھراوہ یو

## ونہ ون

| | | |
|---|---|---|
| شوقہ سان ونہ والیو معشوقانہ | | شاہ خوبان ہاو دیدار |
| زونہ جان ونده هوی جان جانانہ | // | ژی پتہ کیمژ چھس دیوانہ |
| یارہ مشستور راہ رخسار | | لیلہ چھوم میل چون مجنون جانانہ |
| شوبہ پانہ چانوی چھوم ارمانہ | | ژورہ پاٹ ہاوتم نور رخسار |
| مورہ نار عشقن چھس للہ وانہ | // | ژہ تہ مہ آسن لین عہد و پیمانہ |
| پور گوذان بھتا وُن سار | | ازلہ اسہ دون آسن یکیانہ // |
| شمشاد قدہ میانہ سرو روانہ | | روشہ روشہ ترادتھم خوش رفتار |
| پادن کرہے کلہ قربان نہ | // | شوبہ ون روی چانہ ماہ تابانہ |
| ڈکہ چانو آفتاب پر انوار | | لوبہ ون دل چھوم وچھہ کمہ آنہ // |
| وچھنی زلفک مار پیچانہ | | بوچھے آیہ عاشق زار |
| افنہ چانی گیہ زوالانہ | // | چارت رود ہیم ہمہ کمانہ |
| مارت ژلو ہم آوئے نہ عار | | وارت دتھم تیر مژگانہ // |
| مس کھاس چشمہ چھی مستانہ | | حسن مہ نیو تھم چھس بیمار |
| کس ونہ بو بلہ کمہ درمانہ | // | اس دن کیاہ چھوی غنچہ دہانہ |
| قندہ زن چانوی خوش گفتار | | وٹھ چان ژرہ فل دندر دانہ |
| مارہ ہندہ طوطہ خوش الحانہ | | کارہ تھدہ سند وچھ ہاو دیدار |
| مارہ گت شمعس پتہ پروانہ | // | سوالہ سیالنس دلہ مژ مانہ |
| سالن کرمژ چھم تپار | | جگرک کیاہ دل بریانہ // |
| سمہ ہو زہ تہ بو خلوت خانہ | | یمہ ہو پان وان در گفتار |
| چمہ ہو وصلکہ پیمانہ | // | ژ دل مہ چھمتہ راوم رانہ |
| شب در روز چونوی چھوم امار | | کلہ چانہ سوندری سورم ترانہ // |
| عشقہ وادہ باد خزانہ | | یرہ زن یاد ن گوم گلزار |
| کرنا بلبل آہ و افغانہ | | شاہ خوبانہ ہاو دیدار |